لَکَ الْحمد یا اَللّٰه جَلَّ جَلالہٗ          صَلٰوۃً وَّسَلامًا عَلَیْکَ یَا رسُوْل اللّٰه

خِلعت ناز واداجز تُو نَرا زیبد

خط تُرا خال تُرا حُسن تُرا زیبد

گر کشم نالہ وآہ دِل آزُردہ مہ شو

بَر درِ اہلِ کرم شورِ گدا زیبد

# آتِش کَدہ عِشق

حصّہ دوم

من کلام


فقیرِ الحَقیرُ مولیٰنا مُشتاق احمد خان رحمۃ اللہ علیہ سیر ھمدان پہلگام



نَاشِرُ

مشتاق میموریل ٹرسٹ جموں وکشمیر

## مختصر کوَائف

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | نام کتاب | آتش کدہ عشق |
| ۲۔ | شمار | حصّہ دوم |
| ۳۔ | تاریخ وسالِ اشاعت | ۵رجب۱۴۴۲ھ بمطابق 19فروری2021 |
| ۴۔ | تعداد صفحات | 110 |
| ۵۔ | ھدیہ کتاب | 100 |




مشتاق میموریل ٹرسٹ جموں وکشمیر

# پیش لفظ

بفضل اللہ تعالیٰ ہم خطیب ملتؒ کی دوسری برسی پر اُنکے نعتیہ کلام کا دوسرا حصّہ منصۂ شہود پر لا رہے ہیں۔ جس میں خطیب ملت نے عشقِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم بغیر افراط وتفریط کے نعت کی صورت میں پیش کیا۔ جیسا کہ میں نے مشاہدہ کیا۔ این سعادت بزورِ باز ونیست تانہ بخشد خدائے بخشندہ۔ (اس کے ساتھ مشتاقؒ میموریل ٹرسٹ جو اصلاً انہی کی خلوص اور سعی مشکور کا ثمرہ ہے) نے خطیب ملت کا مشن۔ تبلیغ دین۔ درس وتدریس۔ غریبوں، یتیموں اور مفلوک الحال انسانوں کی اعانت وغیرہ برابر جاری وساری رکھنے کا مصمم ارادہ کیا ہے۔ جس کا سارا بوجھ اُن کے نعم الخلف فرزند دلبند زبیر انجم خان صاحب اُٹھا رہے ہیں اور اُن کے ساتھ خطیب ملتؒ کے حقیقی رفقاء اور مُریدین جن میں قابل ذکر مولانا عبدلرشید بٹ صاحب مولانا محمد افضل گنائی صاحب، محترم گلزار احمد ریشی صاحب، محترم محمد الطاف ڈار صاحب ہیں۔ جو قدم بہ قدم اُن کے ساتھ مصروف عمل ہیں۔ باقی جو ابن الوقت تھے وہ بجائے پیش قدمی کے درپے آزار ہیں۔ واِلی اللہ المشتکی۔

باقی انشاء اللہ علماء کرام اور محققین عظام کے تقریظات اُن کے قصیدہ شریفہ کی طباعت میں ضرور قارئین کرام کی خدمت میں پیش کرنے کی سعادت حاصل کرینگے۔

یکے از خادم خطیب ملتؒ

العبد الضعیف

گلزار احمد نایک عفی عنہ

صدر مشتاق میموریل ٹرسٹ

جموں وکشمیر

# صدئے دل

جنونِ عشق سے نورِ خدا بھی نہ بچ سکا اقبال
تعریف حُسنِ یار میں سارا قرآن لکھ دیا

(اقبال)

نعت چھِ اکھ انتہایی محترم صنفِ سخن تیٔ تہٕ رحمتِ پروردِگار تی۔ خدائے قدوس یلہ محبانِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم پیٹھ مہربان گژھان چھُ تلہٕ چھُ کمن مدحِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم یعنی نعتن ہنٛز توفیق دیوان۔ نعت چھُ اکھ عربی لفظ۔ یمُک لغوی معنیٰ چھُ تعریف تہٕ توصیف۔ اصطلاحس منٛز چھِ نعت تتھ کلامَس ونان یمُک موضوع تہٕ مضمون حضور نبی اکرم صلی اللہ وسلمس گژھ آسہ کران۔ نعتُک اصل مقصد چھُ حضور نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمس سئیت عقیدتُک تہٕ محبتُک اظہار کرُن۔ اللہ تعالیٰ (عزّ وجل) تہٕ تمسندس رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمس ہنٛز خوشنودی حاصل کرن تہٕ سیُت سیُت پنٕن ذات تہٕ سامع (بوزن وال) نبوتکس فیضس نزدیک نبن۔

کأشرِ زبان منٛز نعت گویی ہنٛز شروعات چھِ علمدار کشمیر حضرت شیخ نورُ الدین نورانی رحمتہ اللہ علیہ (المتوفی ۱۴۳۸/ہجری) ہندز ریعہ گیمژ۔ امہ پتہ چھ بہلہ پایک کأشر نعت گو شعرا آمت یمو اتھ صنف سخنس منٛز میٹھاہ میٹھ تہٕ قدرِ کلام لیکھمت چھِ۔

یموئ بہلہ پایکو نعت خانو منٛز چھُ فقیرِ ملّت، پیرِ طریقت، رہبرِ شریعت، خطیبِ بے مثال شیرِ اعتقاد حضرت علامہ ومولانا مشتاق احمد خان رحمتہ اللہ (المتوفی ۱۴۴۰/ہجری) یمن سیٹھا ہ کم وقتس منٛز یِیہ مقام حاصل گوُ تہٕ نعت خانن ہندس صفحہ اولس منٛز کرکھ جائے حاصل۔

یمہٕ کتابہِ برونٛٹھ تہٕ چھ میانس فقیر کأملہٕ سنٛز اکھ کتاب آتشکدۂ عشق منظرِ عامس پیٹھ آمٕژ یُس کتاب وادی کشیر منزح سٹھاہ عام گئے۔

آخرس پٹھ چھُس بہٕ اللہ تعالیٰ سنز بارگاہِ منز اتھہِ تھُو دتھ دُعا کران کہ اللہ تعالیٰ (عزّ وجل) کرن مرحول حضرت علامہ ومولانا مشتاق احمد خان صابس جنتس منز درجہ بلند تہٕ ولنہٕ نکھ پننہٕ رحمتہ تہٕ مغفرتہٕ سیتھ ۔ بیہ گژھن بیہ نعتہ کتاب تہٕ تتھے پأٹھ کشیرِ ہ منز مشہور تہٕ معروف یتھ پأٹھ آتشکدہ عشق ناوچ کتاب گۓ بیہ کرن اللہ تعالیٰ تمن سأرنی دینہ دُنیچ یأری یمو یتھ کتابہٕ منظرِ عالمس یتھ اَنیچ کوشش تہٕ محنت کر۔

میہ چھِ ذاتی طور خطیبِ ملّت پیرِ طریقت، رہبر شریعت، حضرت علامہ ومولانا مشتاق احمد خان (رحمتہ اللہ علیہ) سئیت ماہِ ستمبر۲۰۰۳/ عیسوٖیس منز بیعت کرِمژ تہٕ سپد یوٗمُت چھُس تہند ن مُریدن منز شامل ۔ اللہ تعالیٰ پوشنأون ہمیشہ میہ تہُند روحانی سایہَ امہٕ نسبتہٕ آس تم مہ ونان ژٕ چھک میہ اولاد۔ یہ لفظہ اؤس میانہٕ خاطرہ سٹھاہ عزّت تُک تاج۔ رب ولہٕ نکھ پننہٕ رحمتہ سیتھ

العارض

مبارک احمد ربانی

خادمِ اہلسنت والجماعت جموں وکشمیر

بتاریخ: ۲۲/ ماہِ جمیدہ اوٗل ۱۴۴۲/ ہجری

بمطابق ۷/ ماہِ جنوری 2021/ عیسوی

بروزِ جمعرات بوقت 5:20 (PM)

# فہرست

# مناجات

خطا زد آس بر تل یا الٰہی　　کرٕم مے کارنا شایان ھے ھے
کرم از مشکلن حل یا الٰہی　　بھرٕم مے نارٕ منقل یا الٰہی
سٹھاہ شرمندہ چھُس چھم بارِ عصیان　　ژےٚ چھی معلوم میون ظاٗھر تہٕ باٗطن
پھسیومت زن بہ دلدل یا الٰہی　　یہ میون اٗخر تہٕ اول یا الٰہی

بُہ نا فرمان روٗدُس عُمرہ عمران　　کھوچر اوسم مےٚ بخشس خام روٗدُس
گٕرم نفسن مے گا نگل یا الٰہی　　سوٗنس یام گیٔہ مے سرتل یا الٰہی
ئبہ زاہ پوٚشس نہٕ تس دیو لعینس　　مےٚ در درپائے غم چھم ناو ییرے
بُہ دیُتُس نفسٕنی تل یا الٰہی　　چھوٗنی کیا تار دم جل یا الٰہی

کرُم گلزار نارس نابکارس　　وسّیلہ آس ہیتھ سر دار عالم
مےٚ ژےٚ ستی چھُم توکل یا الٰہی　　یوٗھے افضل تہٕ اکمل یا الٰہی

بجق چار یار وآل حضرت
غریبس چارہ کر جل یا الٰہی

وِلّین غوشِی ھُند پاس کرتم
دِلس کر تم مے صیقل یا الٰہی

ذلیلس مُجرمس مے روسیّاہ ھس
ژے روستی گُس چھلیم مل یا الٰہی

ایِی نا عار یرہ وُنہٖ ناو دم تار
بہ پاس شاہ کربل یا الٰہی

مۓ کرتم عفو جُرمن رحم کرتم
غمن شادی مُبدل یا الٰہی

بہ چھُس مشتاق غمہ ہوت ناد لایان
تُلم تھوٚد چھُس بہٕ اسفل یا الٰہی

مۓ چھم حاجات واراہ داد بوزُم
روا کرتم مے جل جل یا الٰہی

عمل کیا پیش کرہ بو روزہ محشرہ
مۓ ما گو کینہہ حاصل یا الٰہی

چھُ مشتاق ناتوانا زر خریدا
کران عرضی مفُصل یا الٰہی

بھٔرِم گہنوے دفتر روسیاہ گوم
سیاہ نامہ مے از چھل یا الٰہی

## یتہٖ ساتھا بمن بمن

زوبہ وندے چشم بادمن
یتہٖ ساتھا بمن بمن
آلوے سردون نورٖہ پادن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

شان تھود چون کیا قد بالا
پانہ عاشق چھی حق تعالیٰ
چھُکھ لا شک گل درچمن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

چانہ ینہ آؤ آدم تہِ حوا
عرش و کرسی بیہ ماسوٰی
چانہ ینٖہ ٔکن ملکن تہٖ فلکن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

چھُکھ ژہ باعث ھر موجودس
میؤل وجود ہر نابوٗدس
پیشوائی چاۂنی مُرسّلن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

آؤ فرقان چانے رائے
ؤلی عاشق چانے مائے
لول بورنے خود ذات پاکن
یتۂ ساتھا بمن بمن

پانہ مولٰی سوزان سلام
چھُی جبریل امین غلام
قاب قوسین چۄنی وطن
پتہ ساتھا بمن بمن

دین و دنیا چونی خأرات
رحم و کرم چانی صفات
رحمت حق چھکھ عالمین
یتۂ ساتھا بمن بمن

عُمرہ رودم ارمان در دل
زیوٹھ سفر پیوٚم کروٹھ منزل
چانہ ھجرانہٕ دۄد میون بدن
یتۂ ساتھا بمن بمن

پأری لگ ہے یتم یپأری
یُنہ چانے ژلہٕ ہم خوأری
سّر بہ وندے ای سروٕمن
یتہٕ ساتھا بمن بمن

آغہ میانیو یکھنا سالے
پان پوٗرُم چانے خیالے
أنتہِ تشریف ای شاہ زمن
یتہٕ ساتھا بمن بمن

کیا چھونی اتھ جاہ وجلالس
تراوٗ ملالہ یتہٕ سون سالس
دتہ دیدار شہلہم بدن
یتہٕ ساتھا بمن بمن

کرتہ منظور عرضی سأنی
اتھ دأرتھ چھی چندہ چھٔنی
دتہ شفا از دأدی لدن
یتہٕ ساتھا بمن بمن

پردہ عابن کر تاجدارا
دتہٖ خأراتھ کر سون چارا
دیتہٖ شادی بدل غمن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

دین و دنیا دیتم شہا
قدرو عزت بیہ خیر عقبٰی
متہ لاگتم مے لؤکہٖ پأمن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

م۔ الفس چونی ارمان
چون دیدار دادیٚن درمان
دتہٖ جلواہ مولود خوانن
یتہٖ ساتھا بمن بمن

ُم ۔ الف سے مُراد مشتاق احمد

## شہنشاھا گدا آسے سوأٓلی

برس تل آس چاۓنس دست خاۓلی
شہنشاھا گدا آسے سوأٓلی

کورُکھ کیا ئُندِ بونا پاک ذاتن
مثالا کاثہہ ما چانین صفاتن
شبان چھُی خلعت لولاک ناۓلی
شنہشاھا گدا آسے سوأٓلی

بنین مرسلن منژ چھکھ ژٔہ افضل
زبعد حق ژہ چھکھ اعلیٰ تۂ اکمل
ژے دیتنے قدرتن فرقان ڈاۓلی
شہنشا ھا گدا آسے سوإلی

مُزمل خلعت پُرنور دربر
مُدثر چھی ردائے بندہ پرور
ز یاسین نوٗن ژہ کوڈنکھ ذوالجلاۓلی
شہنشاھا گدا آسے سوأٓلی

شمس رخسار وچھُمت آفتابن
تنے تا بان چھ پریزلاوان جہاتن
گل و گلزار کیا گاۓمتی وُباۓلی
شہنشاھا گدا آسے سوأٓلی

مےٗ کورنارِ ھجرن سینہ بریان
غمن چھم لأدی گامتی چھس پشیمان
ژے چھے معلوم میأنٕ خستہٕ حألی
شہنشاھا گدا آسے سوألی

غریٖس بے کسس مفلس علیلس
کرکھنا اکھ نظر بس میم الفس
چھونٕ کیا رحمتس چھے شان عألی
شہنشاھا گدا آسے سوألی

# دربارشاہ خوبان

آسن مے گوٚ ژھ نصیبس دیدارشاہ خوبان
واتن گوٚ ژھُس بہٕ مسّکین دربار شاہ خوبان

بوزناسُہ مالک گُل پھولہٕ نم یقنہٕ ہی گُل
دیدو بہٕ ڈیشہ پنہ نیو سرکار شاہ خوبان

سرمایہ چھُمنہ پزٕ کینہ پژھ مامگرےٚ اُنتھا
چشمن دلس مےٚ ہاون انوار شاہ خوبان

کیتن نصیبۂ والیٚن اورے چھ پانہ گاران
چھُم ستھ دلس مےٚ محکم مے تہ گارِشاہ خوبان

ییٚلہ واتہِ ارض پاکس کرِہ ھابہٕ بوسہِ براندس
وُچھہ ھن ریاض جنت گلزار شاہ خوبان

پھیرہ ھابۂ روضہ پاکس اندی اندی یہ مثل پرکار
مسکن اُتی چھُ آغس دربار شاہ خوبان

اوش وانہ کُے بہٕ کرھس چھرکاؤ فرش پاکس
ڈوٗہِ ھابہ چشمہ پلکو غُبار شاہ خوبان

صدیقؓ یار غارس فاروقؓ نا مدارس
سر بو وندکھ وقارس چھم یار شاہ خوبان

کحُل البصر چھُ چشمن لژھ اُھند پاک براند چ
مرضن شفا چھُ ژھاران بیمار شاہ خوبان

دمہٕ میٹھی تتھ زمینس ادہ شرژلیم مے سینس
زخمن بنہٕ مےٗ مرھم بُلغار شاہ خوبان

شمس وقمر تہٕ تارکھ پریزلان چھ کیا تبارک
سارین اندر چھُ بے شک انہار شاہ خوبان

اکھ زژ چھُ حُسن یوسف از حُسن شاہ عالم
مُرسل نوان چھہ خارأ تھ از دار شاہ خوبان

وَلین غوث تہٕ قطبن الفت اہوٗ ندچھُ درمَن
سأری چھ لولہٕ للوان اسرار شاہ خوبان

مُشتاق بن فدائی ھردم گُرس گدأئ
رحمت گژھی عطأئ بازار شاہ خوبان

# قربان لگہ تسئ ناوس

قربان لگہ تسئ ناوس یس ناؤ محمد ؐ چھیے
چھُس سون یُن از سالس وادن ونہ نم ییے

اشہِ وانہ وتہِ چھلہ ناوس منہ پھٔلو وتھرتھ تھاوس
ریبہ ییہ سلیمانؑ سالس تمہ تھودتہ حضرتؐ چھیے

تا شوق خود لا یزالس نورانہ بخشن لالس
تمہ نورہ پیدا کورنے بے میمہ احمد چھیے

کُنہِ سُنٛد کُنز انون دراؤ درجلوہ جانانہ ییلہ آؤ
از شان کنُت کنزا ملہِ وتھ نورانہ چھیے

لولاک وؤن پاک ذاتن کن لوگ ذرہ ذراتن
نابود بود گو عیان شأھد تہِ مقصود چھیے

گوڑہ آؤ سونی سرّ ورادہ پأدہ گوشمس وقمر
ملکن فلکن تہِ خلقن ھرکأنسہ برونٹھ سُی چھیے

عرشس کرسی تہ قلمس لوحس عربّس تہِ عجمس
ھیرہ بون ارض وسماھمس سُی نور تیتھ چھیے

عربی جاہ و جلالس مکی تہ مدنی لالس
وتہِ نِی ھی وتھراوس مس پیالہِ بھٔری بھری چھیے

دل میون دیوانہ خانے سرّ دار چھُم مہمانے
زو جان پیشکش تھادے ستی تس ہلال چھیے

چھم تس زی نور عینیں فاطمہ حَسن تہ حُسین
ھتھ سیتیٖ ص بیہ ترے عین کیا میون جانانہ چھیے

یا روسمتو ساری ؤنٔ تو تس میانی زأری
پیمتس کرہ ہم یأری دسگاہ تس کوت چھیے

دؤ ریر کوتاہ ژالے للہ ترأ وِو ملاے
وونی بوزتم آہ و نالے لا تھر خوٚے چھیٚے

ھجرانہ ذرہ کوت مشتاق دیوانہ بر شاہ لولاک
بیمار از درد فراق ھاران اوش جویہ چھیٚے

# مدنیکہ تاجدارے یتم چھس انتظارس

مدنیکہ تاجدارے یتم چھس انتظارس
ژہ یکھنا سالہٖ سونی بنیم گلزار نارس

ژہ خورشید رسالت ژہ چھکھ ماہ نبوت
شہٖ ملک ھدایت ژہ محبوب کرد گارس

اول آؤ چون نوران ز نور خاص رحمان
قَـدْ جَـاءَ کُمْ چھ برھان دِتن کن سمسارس

مزمل نائلی خلعت مُدثر شان رحمت
چھ کلس چانی منت رزیلس باوقارس

ژہ گورُکھ پاک ذاتن ژے ما ثانی صفاتن
ژہ والی کائاتن یمنیئس بیہ یسارس

ژھ ووتکھ آسمانن مکانن لا مکانن
ژہ رحمت کل جہانن اصیلس نا بکارس

یمُس ہووتھ ژے رَخسارتمی لوب عالمن تار
چھ پراران أسی امیدوار برس تل دیدارس

امارن لادی گائمتی دلس پرگائلی گائمتی
چھ ژے پتھ لولہٖ درامتیٖ کران گتھ لولہ نارس

ییو از سالہ سونی ژلم کاژہ زونہ گروئُ
مے پریزلیم ڈیکہ لونی پھلن گل خارزارس

چھ سایل خستہ گاۓمتی خجل شرمندہ گاۓمتی
امیداہ ھتھ چھ آمتی گدا نورہ دربارس

چھُ چون دربار عاۓلی یتے کانٔہہ گوںٕہ خاۓلی
چھ آمتی اُس سواۓ لی منگان ژۓ تاجدارس

خبرھیہ تو مریضن نظر دیہ تو ذلیلن
غریبن بے وسیلن رٹونا از شمارس

ھلِم دأرتھ چھ پراران پیمتی خأراتھ
ژھاران
چھ چشمو خون ھاران دوان وٗنی سرکارس

قلم عفوک تلٗو نا سّیاہ نامہ چھُلونا
زرحمت از ڈلو ناعلیلس عیدارس

کمینس ناتوانس شہا مُشتاق خانَس
ھتین تل سائبانَس بنیس حل دشوارس

# أسی پرو مولؤ دآں سّرور

ولہ کرو ذکر و فکر خیُرالبشر

أسی پرو مولؤد آں سّرور

لولہ تہ شوقہٖ شولہٖ ناوو جگر

أسی پرو مولود آں سرّور

توبہ کے آبہ ستی کرو گوڑہ سران

مشک عنبر چھلو پنہ نی زبان

اکھ خودی بیہ بدی کڈواز سر

از پرو مولود آں سرور

عاشقا لولہٖ شوقہ تھاوتھ دھیان

گف چھما شاہ دین بنم مہمان

جلوہ دیہ مفلسن وندس ما سر

اسی پرو مولود آں سرور

پانہ مولودتس پران بأری
جـــاءکُـم مَـن اللّٰہ سپُن جأری
ہیرہ بونہ آلوا کُنی خوش تر
أسی پرو مولود آں سرور

حق تعالیٰ پران أمس صلواۃ
حور غلمان بیہ ملک دوہ رات
از ازل تا ابدبہ شام وسحر
ءأسی پرو مولود آں سرور

لولہٖ شوقہ ہوشہٖ پروررِ حضور
یڑھ دلس پورہ تھوکری منظور
پانہ بوزان چھی پنن دادگر
أسی پرو مولود آں سرور

کیا چھکھا از مرض گومُت غمگین
بے کسا بے ہُنر چھکھا مسکّین
از کری شفقتچ تہ لطفچی نظر
أسی پرومولود آں سّرور

از گناہ گیر چھکھ گنہگارو
پیمتو مُفلسو تہٕ لا چارو
وُنی ییم تھو دُتُلیم پنن غمخور
أسی پرو مولود آں سرور

بے علم بے عمل چھکھا خألی
دار دامن بہ بار گاہ عألی
پیدہ کر یژھ وُچھکھ مژرنے بر
أسی پرو مولود آں سرور

یم تہ حاجات چھی روا سّپدن
آغہ چھی برکرم دستخط کرن
حل بنی مشکلن ژلن ارہ سر
أسی پرو مولود آں سرور

از مریضن شفا چھ بخشان طبیب
حاکم کل چھہ کائناتک حبیب
از کرم پانہ ھیہ مریضن خبر
أسی پرو مولود آں سرور

بادشاہ ییلہ یواں رچھان مسکین
غمزدن بے کسن دوان تسکین
غم ژلن دل پھولن گژھن دور شر
أسی پرو مولود آں سرور

دعوتا از کرٕم مےٚ سلطانٕس
ژور یار ستےٚ چھم جانانٕس
فاطمہ با حَسن حسین سّرور
ٕأسی پرٕو مولود آں سرور

شاہ جیلان ھتھ شہ اجمیر
شاہ ہمدان وألی کشمیر
اولیا اصفیا سّمتھ یک سر
أسی پرٕو مولود آں سرور

کم زبان بے عمل تہٕ نا پاکس
ہولہٕ گلمتس خان مشتاقس
آغہ کرہ اکھ نظرتہٕ شہلم جگر
أسی پرٕو مولود آں سرور

# کوئے نبی ﷺ

قبلہ دل بجق چھُم روئے نبی ﷺ
کعبہ جان چھہ خاک کوئے نبی ﷺ

جُملہ عالم کھیوان زخوان کرم
تشنہ تریشا چوان زجوئے نبی ﷺ

دشمنس رُت کرُن دعاتس دیُن
بدخہس دل رچھن چھہ خوئے نبی ﷺ

دست پاکن دراؤ آب زُلال
پنج انگشت چھ پنج جوئے نبی ﷺ

از اشارہ گژھان قمر دُونیم
عقل قربان کن بہ کوے نبی ﷺ

بے زبان ہیتھ یوان پنی عرضی
سجّدہ تراوان چھہ ربروئے نبی ﷺ

ووت کُس لا مکان سوائے حبیب
التّحیات چھ گفتگوئے نبی ﷺ

عالمین جملگی گژھن نابوٗد
خم اگر سپدہ زانہہ موئے نبی ﷺ

قاتلو ظاٗلمو تہ بد ذاتو
لوٗب خدا ییلہ وچھکھ روئے نبی ﷺ

کیا تمٔس عاصیس غم دوزخ
پزہ دلہٕ آسہ مدح گوئے نبیﷺ

کراطاعت أمس بہ ھر صورت
حق لبکھ ادہ بنہ ژئے بوئے نبیﷺ

غم ژلی دل پھولی لبکھ آرام
روئے دل کرپنن بہ سوئے نبیﷺ

روسّیاہ عاجزس مۓ لا چارس
حمد للّٰہ چھُ جستجوےٚ نبیﷺ

ژھایہ ژھایہ پکان مہ کأمل
ینہ وُچھن دورہ شمس روے نبیﷺ

سورمہ دیدن چھ خان مشتاقس
کحل عینین خاک کوے نبیﷺ

# ماہ رمضان المبارک

بیہ تھو منتاہ اسہ لا یزالن
ماہ رمضان کیا آؤ شوبہ دار
باؤ کھوت سجدن آھن تہ نالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

کتب علیکُم یم وعدہ پالن
ایمان و احتساب چھکھ اخبار
ڈور گو دوزخس پاپن زالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

رحمت مغفرت رب زوالجلان
دژ آزادی از شرنار
فرموؤ یی سان مدنی لالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

شکمس کنہ گنجہ سأنی سالارن
تریہ تریہ دوھی تمو کور افطار
گنج چھس تابع نفسس چھ گالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

نفسی حَدہ یمی روٹ پہلوانن
ژھلہ ژھلہ مورن نفس امار
بوچھ ستی اچھدرگول تمی ژالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

نفسی دشمن وتہ چھی ڈالن
حس ہوش ڈالتھ وُنہ چھی والن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

نفسی مدہ ہوش مدہ یم والن
نفسہ ہونس کران تم لارلار
حورہ چھکھ پراران مے بھرتھ پیالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

کھیون چون یمہِ ترٛو حکماہ چھ پالن
گوش چشمۂ زیو اتھہ تھون روز دار
ملکوت نکھہ چھس یوان دَوَن لا ران
ماہ رمضان کیاہ آو شوبہ دار

غیبت ونون چغلی یم تراون
دل صاف سپدیکھ ژلیکھ ز نگار
حسہ روزہ ہروزِ نفسنہ نین چالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

لتھ دتھ عأشس نٟندریم گالین
دربندگی رودی وقت سحار
گندگی کأسنکھ خود مُتعالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ داریہِ

نفرت حسد دری ژکھ شک گالن
شودہ وندہ یم کران استغفار
سرتلہ سون بنان مل زل زالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

خودی تے بدی مُلہ مونجہ گالن
حدہ سی منز رٹن نفس امار
نہنگس دیو بدٕبختس گالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

آفرین شاباش تراویح گزارن
قیامن رکوعن سجدن شمار
زن پھلی گنزرن نور چھن مالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

تسبیح پڑھی پانہٕ اوش والن
یَـا مُـقَـلِـبَ الْـقَلُوْبِ وَلَا اَبْصَـار
قـد غُـفـــرِ لَـکُـم تمن خوش خیالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

مرحبا کرٕتو اوراد خوانن
ہرصبا یم پران گنج اسرار
دوکھ دأ دی غم غصہ رب چھکھ ٹالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

راتھ دوہ قرآن یم پرن پالن
پانہٕ چھک مولا خود خریدار
درودواہ نبیس تہٕ تہندین آلن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

اعتکافس لول بوریی لالن
زن آؤ مہمان بوڈ دربار
خأّلی چھنہ نیران مالہٕ کرہ لالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

نورانہ شب شب قدارہ پالن
اِغْــفِــرْ ذَنبِــی یَــا غَــفَّــار
دوژھ دوژھ سدرہ لالہ انبر کھالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

مشتاق زاگہ روز رحمت چھہ والن
کوسہ گڈ کم ساتھ سحرو افطار
تھکھ ینۂ کڈہ کھی آھن تہ نالن
ماہ رمضان کیا آو شوبہ دار

## انتہ تشریف شاہ زمانے سون

انتہ تشریف شاہ زمانے سون
گژھہ منور از غریب خانے سون

قد طوبیٰ شوبان کیا شمشاد
قُـمْ فَـاَنْذِرْ سرورِ وانے چون

روئے والشّمس نتہٖ ترہ سپارے قرآن
موئے والّیل شاہ خوبابے چھُن

عرش و کُرسی ہیرہ بون راجا چھی
ھفت اقلیم زیرِ فرمانے چون

کوُرتھ معراج عالما شؤبی خراج
لا مکان کیا چھ مہمان خانے چون

انبیاین مرسلن چھکھ پیشوا
عرشہ اعظمہٕ تھوٚو آستانے چون

چھی مزمل یا سین وھم طاھا
تاج زر بیہ تخت شاھانے چون

حورہ ونوان نورس دری گنڈ گنڈ
حق تعالیٰ چھی درودِ خوانے چون

فخرآدم تاجدار عالم چھکھ
عرش اعظم گرد نعلینے چون

نور تہ یا نور حق نور قدم
قَـدْ جَـاءَ کُمْ کیاچھُ بُرھانے چون

چھکھ مکی مدنی طرازی شاہ
ھاشمی کیا چھُ بوّ ڈ خاندانے چون

چھُکھ حامد محمود و احمد چھکھ
از محمد گو اعلانے چون

خانۂ مول چھکھ عبداللہ ہن آمنُن گاش
عجم چونی تۂ عربستانٔے چون

ژُور یار چھی دینکی ژُور ارکان
یار اول کیا چھُ پروانے چون

عدل دارا یارا ابن خطاب
لو کان بعدی بیانے چون

شاہ عثمان صاحب حلم و حیا
للہِ لوۄن کیا فرقانے چون

تاجدار ولایت شہِ خیبر
خاص یزداں شاہ مردانے چون

حض فاطمہؓ زوٗ جان لتس وندنا
ثٔہندہ ستی پھوّل گلستانے چون

نور چھُ حسن نوری حُسین آمُت
نورٕہ بۆرتھٕ کیا چھ خاندانٕے چون

آش غمزدن بے کس غمگین
سون ویڑ تے ژی سامانے سون

روشہ یکھنا کُنہ ژھلٕہ بلٕہ بیمار
چشمہ وتھرے یتہٕ مہمانے سون

تاجدارا پوشہ نے تاجدأری
لولٕہ والین کیا چھ ارمانے چون

آؤ نالان مشتاق کرُس نظراہ
یُتھ چھُ تتھ پۆز مولوو خوانے چون

## منقبت چار یاران باصفا رضوان اللہ علیہم اجمعین

چراغ و مسّجد و محراب و منبر
ابو بکرو عُمر عثمان وحیدر

یمے دل چشم و گوش و جان و جگر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

چھہ کعبس دینہ کس یم ژور ارکان
خدائے لم یزل ژو شونز مہر بان

رسول نازنینس یم چھ گوہر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

اونکھ ایمان رؤ ٹکھ دامن حضورس
سپدی وأصل اصولس عین نورس

بہ قرآن وَالَّـذِیْـنَ مَـعَـهٗ پر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

وُچھکھ مابرونٹھ پتہ پس دین ژھورکھ
کفارن منکرن ہنڈ خوف ژولُکھ

دژکھ تن ظلم و جبرس رودی بے ڈر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

وطن ترووکھ عیال و مال ترووکھ
یہ عشق احمد مختار چھووکھ

نہ حرص مال دنیا سّیم نے زر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

کُنزِ کُنُو سُنُد لوبکھ درباره اندرے
محو گیہ با کُنیر نیبره اندرے

کنُر ہووکھ رسولن رودی خوش تر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

محبت کوّر یُہندوأجب خوداین
چھہ یتھی ارکان دین بس نیک راین

صلوٰۃ وصوم زکوٰۃ و حج برابر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

یمن ژدن ستیٖ تھولے پور محکم
لبکھ دین نبی روزکھ ژه بے غم

چھ نبیس نشہِ یمے ژونوے برابر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

تھوکھ ینہ کانٔسہ أکس ستیٖ عداوت
فری ابلیس گژھی ایمان غارت

گژھی بےسوٗد عبادت خوار وابتر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

فرق یود ژون اندراکھ زرژتھاوکھ
قسم با اللہ زراہ حق ژ راوکھ

چھُہ حق باوان رسول پاک وبرتر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

یہندلول الفت شاہ مدینہ
یہنز وتھ راہ حق بے کبرو کینہ

رضا یہنزی رضائے رب اکبر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

شوبان ژوشوے چھہ برتخت خلافت
سوشاھن بخشنکھ از عین شفقت

رسول اعظمن از حکم داور
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

لبن یود حق چھی واز تھود ھیان
ز بعد شاہ دین و حکم قرآن

عَلَیکُم بِسنّتی فرمان سّرور
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

رسول برحقن وۆن چھُس مکانہ
بۂ علمک حکمتک ہا غیر زانہ

چھہ یم بنیاد دیوار بام تہ در
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

یمن تراوتھ گژھکھ مغرور غافل
یمن نِشہ یوٗدژلکھ بس تی چھ باطل

یُمس یم رأضی تس رأضی چھ سرور
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

بہ فردائے قیامت یم چھہ ذمہ دار
یمس گارن لبی سُی محشرس تار

شفاعت تُسی کری سّردار محشر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

پران شام و صبا رضیتُ با اللہ
تمے بر راہ حق واللہ با اللہ

یُمی پژھ کرٔ تمی لوب تار از شر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

چھُ فرمان نبیؐ با شاہ مرادنؓ
یمن ٹوٹھ چھُی صدیق عمر تہ عثمان

تمے بس چاؔوزیکھ از حوض کوثر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

محمد بر حق و ژور یار بر حق
دپان چُھی شیخ کامل دور کر شک

ژٕہ محکم دامنس مشتاق تھف کر
ابوبکر و عُمر عثمان و حیدر

## ھاشانہ بڈ بو

ھا شانہ بڈ بو سّینہ زوُلم چاۓ فراقن
کن تھوتہٕ میاٸیٚن نالہٕ زارن لولہٕ ویداکن

از نور وحدت پأده کوٚرنکھ ذات کریمن
بنیاد ژی چھکھ لا مکانن فلق و افلاکن

آسہٕ ھکھ نہٕ اگر آسہٕ ھن کتہٕ ارض وسماوات
چھکھ باعث ایجاد بیشک ذره ذراتن

کُن چھکھ شُبان در باغ وحدت کیا گُل رعنا
یکتا بنووُکھ ذوالجلالن منز لچھن ساسن

انبیاتہٕ مُرسل ھلم دأ رتھ چھی منگن خأراتھ
لوٚب مرتبہ تھود پایہ بڈ یوٚبیہٕ جد پاکن

وۄ د با کہِ ہوٚ کھمیتی خضر گُلی ژأ جن نہٕ جُدائی
یامت قدم تھو ممبرس پٹھ شاہ لولاکن

پیٹھ لا مکانس سأر کورُ وعرش مجیدس
تھوۆ دقدر چھو کیا شانہٕ دار یوخاص برُاقُن

کیا سنہٕ مُقدر میانہ آسیا واتہٕ مدینس
در باغ جنت سجدہ ترأ وتھ میٹھی دمہٕ خاکس

کیا اُمتس غم سرور عالم چھ شفیع سون
از لطف وکرم اکھ نگاہ کرِہ خان مشتاقس

سأری خوٗدأیی آسہٕ ہے در پرِدٕہ غأبی
ہرگاہ نہٕ زینت لبن آسہ ہے چانہ ستی خاکس

## یارسولﷺ

سینہ زولم لولہِ نارن گوم بریان یا رسولؐ
پارہ جگرس دل پریشان دیدہ گر یان یا رسولؐ

چشمہ لوسم دارِہ تۍ ہُرِ وُنی دوان نۆ رانہٕ سی
میانہِ کنہ رودی پردہ حائل چھس پشیمان یا رسول

بےعمل چھس خام رۄدُس دوہ درس لوٗگ شام گوم
ھاوِہ کیا بوپیش یزدان چھس بہ ترسان یا رسول

زھد وتقویٰ عمل صالح کینہ مے ما حأصل کورُم
تکیہ گاہ چھوخبر مدارت چھس بہ نازاں یا رسول

قبرہ ہُند وحشت مےٚ طأری واےٚ حسرت بے کسی
پۆز غلامن چانہِ نِی تتہ آسہِ نوران یا رسولؐ

ییٚلہ تمہ میزانہِ سیٚ پٔتھ تولہِ نم کیٚا چھُم نہ کہنہ زاد
از ندامت مانےٚ آسیم پان لرزان یا رسول

پُل صراطچ ہائے نٹھ نٹھ الامان والحفیظ
ربِّ سلم اُمتی چھم تارہ تاران یا رسول

روزِ محشر گریشم تاوس منز پھٔٹتھ ییٚن ھرء تۍ تال
جام کوثر نیک بختن چاوہ ناون یا رسول

بڈ عبادت نعت خوانی آغہِ سِنز مشتاقہ چھے
آسہ لیس پرواچھُ کیا تس چھومہربان یا رسول

# دتہِ گنہگأرن برتل جاے

شان چأنی بۆزتھ اُسی آیہ لارن
دتہِ گنہگأرن برتل جاے

دیوانہٕ کرٕ متی چھ چأنی امارن
دتہٕ گنہٕگارن بر تل جاے

پرتو یام تروۆ چأنۍ انوارن
زون آفتاب تتہِ پریزلان آئے

چونۍ گاہ چھُ منز ستارن
دتہٕ گنہٕگارن بر تل جاے

ازلے گاہ تروۆنور انوارن
باغ تو حیدس گل پھٔلتھ آئے

ارداہ ساس عالم ۆلۍ چأنۍ انہارن
دتہٕ گنہٕگارن بر تل جاے

ناسوُت ملکوت جبرۆت تھارن
لاھوت کیٛاژھٹہٕ ماران آئے

عرش بتہٕ فرش بردر ژے پران
دتہٕ گنہٕگارن بر تل جاے

عالم قُدٕسہٕ کین تمن سّردارن
پائے چأنٔز برسرتی تھیٚکن آئے

تہٕ وُچھ ملکوتہٕنہٕ چھہ پان مارن
دتہٕ گنٛہگارن بر تل جاۓ

علمکہ آگرہ کلمہ چون مرسّلن
یڑھ پڑھ تی انزراوان آئے

ہتھ ملأیک درودہ پورنے جبارن
دتہٕ گنہگارن پرتل جائے

دأدی لد اُمتی منز امیدوارن
طبیبہ سانہٕ وُچھتہٕ سأنٔز وُھری وائے

از شفا بخشتو اسہ مرضدارن
دتہٕ گنہگارن پرتل جائے

رحمتکہ نبیو اسہٕ تب دارن
ھیٚتہ اکھ خبراہ ژلہٕ دُبرائے

سیود گژھ تقدیر کج رفتارن
دتہٕ گنہگارن برتل جائے

اتھ چھون مشتاقؔ بردر چھ پران
آوٗ لہٕنہ ھیٚنہ آوٗ افسوسؔ وائے

پاس کر حُسینہٕ سُنٛد دیو بُٹھس کھارن
دتہٕ گنہگارن پرتل جائے

# انتظار

زمین انتظارس زمان انتظارس
مکین انتظارس مکان انتظارس
ملک تہ فلک آسّمان انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

چنبین و چناں ہم بہشت باغ رضواں
دنیٰ قاب قوسین ملک حورو غلمان
لوح عرش وکرسی فرش انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

ازل بیہ ابدہست بود انتظارس
یہ مُشک و عنبر نافہ عود انتظارس
عشق لول الفت مہر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

جمادات عالم نباتا ت دنیا
چرند و پرند وحش وطیر جبل ہا
چمن گل تہ سنگ وشجر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

یہ عالم تہٕ عُقبیٰ ہمہ پست و بالا
یہِ طیِّبہ تہٕ بطحٰی عرفات ومنٰی

چھُ زمزم تہٕ مروہ صفا انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

چھ نۄری تہٕ بادی آبی تہ خاکی
سمتھ نورہ بھرتس کراں مدح خوانی

جسد روح ساعت نظرانتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

نبوت رسالت ولایت خلافت
امانت ہدایت شفاعت وسالت

حیاو وفا بیٚہ وقار انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

چھُ حسن ونزاکت وجاہت تہٕ پراران
بخت جاہ وحشمت حکومت تہ پراران

جنون اضطراب بیہِ مژر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

فصاحت بلاغت ملاحت ظرافت
صداقت عدالت سخاوت شجاعت

لفظ مد تہ تشدید پھر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

یہ ظاہر تہ باطن عیاں ونہاں ہم سب
شرع دین وایمان عرفان وقرآن ہم

ثُریا تہٕ شمس و قمر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

فدا زو تہٕ جان سون أمس تاجدارس
نثار خانماں آل واولاد سون تس

چھ بےکس تہٕ پھیمتی پتھر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

یوان پانہٕ حضرت چھُ سائنس گھرس منز
چھُ نورانہٕ نوٗن وچھتہٕ بام و درس منز

زن و مرد کوره گبُر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

یہ ساعت چھُ ساعت حسن لولہٕ والیو
درود و سلام بے شمارٕ شوقہ والیو

چشم سینہٕ دل تے جگر انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

وتھو تھو دتہٕ دأرو ھلم ہوشہ والیو
تھوان سانۂ حضرت قدم ہوشہ والیو

یہ مجلس چھےٚ لوٚلچ چھُ لول انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

دوان شاہ چھ درشن کٔرو پوشہ ورشُن
ؤندوتس دل وجان کٔرو چشمہ وتھرُن

یہ تھچِھ نظر بے کسی انتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

چھ مشتاق پراراں تمٔس نازنینس
یسند نام نأمی کھنتھِ چھم مے سینس

وندس زُؤ بہ قدمن نظرانتظارس
نبیؐ تاجدارس نبیؐ تاجدارس

# یا نبی ﷺ

عأرفن چشمنی منز بُستھ چھو تُہی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

عاشقن جان و دل خانماں چھوتُہی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

نألی لیس کینہہ چھُنہ تن ولان چھوئُمس
پانۂ میژہ پتھُ مگر خرقۂ وتھران پژھس

رُٹھ کھسان نورٕہ بدنس تُہنٛدسی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

پانۂ فاقے مگر کھیٚن دوان بوچھ ھُیتن
بور سأرتھ دوان چھو موںڈن تھُکی متین

دعائے خیر چھو دوان بدلۂ دشنامتی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

پردہ تھأ وتھ مماتک حیاتس تہ چھو
جلوہ گر با خدا شش جہاتس تۂ چھو

رُوح عالم تو ھی جان آدم تو ھی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

بے زبانن تہٕ نا توانن داد خواہ
بے سہرن سر تہٕ پیمتین تکیہ گاہ
دسّتگیری کران اوفتادن سہی

یا نبی یا نبی یا نبی یانبی
بے حیا بے ادب اَستن بد نظر
مجرمن مُذنبن چھو کران درگُزرِ
کیا چھوتی بخشتم رحمتس چھاکمی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی
کلمہ چُونی پرأن بحرو بر خشک و تر
ہر ملک در فلق بیہ جن و بشر
نعت خوانی کران پانہٕ مولاژے چھی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی
کس چھ یتھ مرتبہ کس دتُھ شان یُتھ
بےمثل بے بہاکُس چھُ دُردان یُتھ
اوس ما آسہٕ مانے چھ یُتھ کانٛہہ نبی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

شرق و غربس تہٕ حٔکمدارا ژ چھُکھ
عرب و عجمس تہ تاجدارا ژچھکھ
سائبان عالمک نائب کرد گار
دافع ظلم وغم شاہ روز شمار

مکی و مدنی ہاشمی مُطلبی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی
سایہ مابر زمین زانہہ پیوان چون چھی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

لولہٕ آلہ دوان روز و شب با امید
تیرہ بختس بنان یتہٕ چھ سیہس سفید
اکھ نظر رحمتچ کر تہٕ مشتاقسی
یا نبی یا نبی یا نبی یانبی

## مےحض گوگوشن تۄ ہہ چھُ ین سون

مالہٕ بو کرٕہ ہے لولہٕ کیٚن پوشن
مے حض گو گوشن تۄ ہہ چھُ ین سون

یار بأئے اولادھیٚتھ چھُس ئہ توشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

صُبحکی واون پےَ وۄن پوشن
عالمس کُن آوسُی ننٕدہ بون

گٹہٕ ژج دُنیاس سپد یوٗ روشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

دعوت یوٗد کُر کأئنسہٕ منوشن
أسی تن نیک و بد یا ژھوژہ کون

بوزم حضرت کأئنسہ چھنہ روشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

مےٚ تہٕ گو غأرت وولنس جوشن
ھیتھ آس بُجہ ہُند بہٕ تہٕ ستھرٕہ کون

یوسُف میلہ نا بۂ چھُس توشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

مدنی مدنا ڈی ژہ مے توشن
یکھنا کرہ ہے بہ تہٕ ژۄنزہ نون
چھو نہ کیا بجرس بہتم گوشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

بُرد یمانی تھٕوتھ بردوشن
تاج آرُسَلُنَاکَ کیا شوبہ‌وون
راج چھی ہیرہ بون طرفن تہٕ گوشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

بے بس بے کس اَسہ بے ہوشن
ژھونجہٕ اکہ یکھنا دتہٕ درشن
کونجہ ژلہ رنج ئلہ گنج بنہ توشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

کھوٚٹ حض مشتاق ئگر وۄل بوشن
کھوٚٹ چھُنہ روزن مسّتانہٕ چون
سرّتلہ سون کوٚر عشقنٕی جوشن
مے حض گو گوشن تو ہہ چھُ ین سُون

## ''نعت'' الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

اے قرار بے قراراں الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ
وی نگار دل فگاراں الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

شان تو شان خدائی آفرین صد مرحبا
جان من جان بہاراں الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

منبع علم لدن چھکھ مخزن اسرار حق
ای خطیب کوہ فاراں الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

آدمسؑ بنہِ ہے نہ بخشش یودنہ ہیہ ہے نام پاک
آسہ ہے نے چون نوران الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

نوحؑ نجی اللہ پیمبر زانہہ نہ لبہ ہے ناوہ تار
آسہ ھکھ نے تس ژِ پشبان الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

لوب نجات حضرت خلیلؑ نار نمرودس اندر
چانہ ستی گو گلستان لصّلوٰۃُ وَالسّلَام ُ

بوالبشر نازاں تہ تو شان مرسلن کن پی ونان
فخر آدم میون زوجان الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

یوسفؑ کنعان مدح خوان آسہ ہی نے یارسول
روزہ ھے کتھ شادو خنداں الصّلوٰ ۃ وَالسّلَام ُ

نام احمد یُس بناوان وردزبان وحرز جان
با خدائس اوره گاران الصّلوٰة وَالسّلاَمُ

زونہ پچھٔی راتھا مقدر منزمدینس آسہِ نا
مُدیہ تھاوان چون آستان الصّلوٰة وَالسّلاَمُ

غمزدن بےکس یتیمن چھکھ غلامن دستگیر
تکیہ گاہ بے سُہاران الصّلوٰة وَالسّلاَمُ

دیوجن تابع نہ سپدھن یودنہ کھنہ ھے برنگین
نام پاکت شہہ سُلیمان الصّلوٰة وَالسّلاَمُ

چھون تہٕ نون مشتاق چونی بس مدح زانن عمل
تی مے چھم بس ساز و سامان الصّلوٰة وَالسّلاَمُ

## آؤ هسہ آو

وچھ مأرِ مونڈ دردانہٕ نبی آؤ هسہ آؤ
پیوٚ کائناتس نور نوراں آؤ هسہ آو

نور من الله نور سرتابہ قدم نور
یتھ شش جہاتس مُشکاوان آؤ هسہ آو

دوگنیارژٹتھ وحدتس کُن ظن پھران بندن
کُنہٕ سُند کُنیر انزراواں آؤ هسہ آو

زیوہوٗن چھژھاران اُمتس کیت پانہٕ لسن پاے
تَس پاک ذاتس مَنہٕ ناداں آؤ هسہ آو

یُس زانہہ ہنہٕ پٔنن غم فقط غم چھُ تس سونٔی
سی غمگسار نوع انسان آؤ هسہ آو

منز آولنس ناوٗ پٹھمژ شور چھُ ژواپور
هم کھوٗر رٔٹتھ بُٹھس لاگان آؤ هسہ آو

دم پھُٹی جہانس تازگی بخشان یتہٕ نوۍ رُوح
کردار بیہ گفتار شیران آؤ هسہ آو

ظُملس فسادس غضب جہلس بغض وعنادس
جبر و قہرس مؤل گالان آؤ هسہ آو

عشق و محبت مہر والفت مائے دِلن منز
از آب رحمت سگہ نا واں آؤ ھسہ آو

جبریلؑ دربان مذ خوان تس پانہ حق تعالیٰ
دست بستہ یمُس شہ سّلیمان آؤ ھسہ آو

شفقت کران یُس عاجزن مونڈن تہٕ مسکین
سُی رحمت حق جان جانان آؤ ھسہ آو

کھیاوان تہٕ چاوان بوچھہتن فاقہ تھوان پان
دادین تہٕ غمن یُس چھُ درمان آؤ ھسہ آو

یمِ سُند چھ ممنون لوح وقلم عرش معلّٰی
یس زیرِ قدم نو آسمان آؤ ھسہ آو

منز شمس و قمرس تارکن اَمی سُندی انوار
شیدا چھُ یمُس حورو غلمان آؤ ھسہ آو

یُس شوب موجودن تہٕ یُس مسجود ملکوتن
سُی ژھایہ روستُی نور رحمان آؤ ھسہ آو

عاشق یمُس نوری تہٕ ناَری خاکی و بادی
سُی ننِدِ بون درجسد انسان آؤ ھسہ آو

تَس شانہِ بڈٕہ سیٖ گرد راہ داراو سکندر
مُرسُل تہٕ نبی زیرِ دامان آؤ ھسہ آو

دُنیا تہٕ عقبیٰ دین و ایمان یی چھ مشتاقس
اکھ نعت نبی سُنز تہٕ سامان آؤ ھسہ آو

# میم حیّس میم دالس لگے

نوٗرہ بدنس رِتس جمالس لگے
قدطوٗبیٰ تہٕ زلف و خالس لگے

پورہ نکھ شوقہٕ ملوٗنکھ لولے
شورنکھ نورٕہ لا یزالس لگے

زیب و زنیت ژہ عالمینن ھُنٛد
ریب وشک رُس تھٔدس کمالس لگے

چون ھیو کأنسہ مانہ آسی زاہ
حُسن وصورت تہٕ اتھ جمالس لگے

زُوُن پھٔٹ آفتابہ پھیرتھ آوٗ
حُکمہ شأھی تہٕ اتھ جلالس لگے

کھیأ وتھکھ فاقہٕ ہُتی تہ تشنہ چأوتھ
آب شیرین تہٕ اتھ زُلالس لگے

چھُی ثناخواں پانۂ خالق کل
م حیّس تۂ م دالس لگے

روٗمیسؔ فارسی قرن وأٮ۪س
چھوکۂ لدٕ ہٕی أمِس بلالس لگے

یار غارس تۂ بیہ ترین عینن
نورٕ بھرتس تھٔدس عیالس لگے

خأٮ۪ی مازاہ کوٚڈتھ منگن وولا
ڈأٮ۪ی دِژنے ژٕے ذوالجلاس لگے

یُس تۂ مشتاق ییہ امیدا ھتھ
گوش تھوس ژٕہِ از سوالس لگے

# آمد آمد از چھُ سائنس آغۂ سیٍ

آمد آمد از چھُ سائنس آغۂ سیٍ
تازہ پھلیاہ از لگیم لولہِ باغۂ سِی

آمد آمد از چہُ شاہ خاورس
بس چھہ سُی محبوب ومطلوب داورس

آمد آمد از چھُنا أچھہ گاشرس
مائے چھم تہنزی مے دل و جگرس

آمد آمد از چھُہ گنج رحمتس
سپدہ رخصت از غمن بیہ زحمتس

آمد آمد از شفیقس سأنۂ سیٍ
غمخورس یاور رفیقس سأ نۂ سِی

آمد آمدتَس چھی لیس ھیوکانہنہ بیاکھ
لیس پران صلوات پانے ذات پاک

از ییم سالس مے محبوب ودؤد
لیس پران ملکوت ہیتھ مولیٰ درؤد

از چھ آمد آمد شاہ عرب
نعت خوانی یس کران چھُم پانہٕ رب

آمنہ سُند خانہ مول از واتہٕ سون
ہاوہ اکھ جلواہ تہٕ کاسیم زونہ گرون

آمد آمد تَس چھُ یس بخشس بجر
حال اُمت تس چھہ سورُی در نظر

آمد آمد از چھ سأنس مہ روٗحس
سپدہ رخصت ازغمن دادین دوکھس

آمد آمد از چھہ میأنس دردلس
از کریم اتھ روٗٹ بنیم حل مُشکلس

آمد آمد از چھُ محبوب حقس
دل پھولیم پمپوش زن نیریم ڈلس

آمد آمد از چھہ محبوب حقس
شوب سُی چھم لوٗب نسل آدمس

آمد آمد از قریشی دلبرس
گٹہ زول کاسیم پیم نوراہ گھرس

روئے چھس والشّمس والّیل موئے تس
حُسن چھس بج والقلم رُت خوئے تَس

آمد آمدتس چھُ یُس مقبول ذات
مالک کل بندہ مولیٰ صفات

آمد آمدتس چھُ یُمی معراج کۄر
از دوچشم سُر تمٔی دیدار کۄر

آمد آمدتس چھُ لیس چھُم نندہ بون
از یٖیم بد لاوہ ہۄل تقدیر میون

آمد آمدتَس چھُ و اٗصف کرد گار
سِتی ھیت سأری صحابہ تہٕ ژٕور یار

ڈألی ہتھ مشتاق آمُت سٕتھرہ کون
مٔلی ھیوان خستن چھ بس جانا نہ میون

# سّرورا

سرورا بس زندگانی چأنی چھم
چأنی دِرِی روٗحس روأنی چأنی چھُم

نور قدرت نوروحدت نور چون
شمس وقمرس ضوء فشانی چانی چھم

چشم مازاغ قلب اطہر یاو سین
شمس رو بُرد یمانی چانی چھم

مَارمیتَ اِذْ رَمیْت دوٗپ خود أٓئے
دست حق سرِ نہانی چأنی چھم

چُھکھ بشر ملکوت کِنہ چُھکھ عین حق
لی مع اللہ راز دانی چانی چھم

یتھ دپان عاٗلم تہٕ فاٗضل چھی حدیث
با خدا بس دُرفشاٗنی چأنی چھم

مغز قرآن روح ایمان جان دین
بس محبت کامرآنی چأنی چھم

سَتھ زمین نو آسمان لوح و قلم
عرش و کرسی میہمانی چأنی چھم

چھکھ ژہ مہمان خدائے لَـــمُ یَـــزَلُ
عالمینس میز بأنی چاۓنٔ چھم

نور پوٕرکہٕ نورِ انورہ زُو وندے
بس حیأت جاو دانی چاۓنٔ چھم

لَنٛ ترَانِی اَرِنی وأٓلس جواب
اُدنُ مِنی لا مکانی چاۓنٔ چھم

جام عرفان چتھ سپدی مست اَلَست
دل بیدارن پأٓر زانی چاۓنی چھم

نار عشقن سوٗر کوٚرمُت عاشقن
سوختہ دلٕنی زندگانی چاۓنی چھم

بے قرارن سّتھ امارن ماحصل
آبشارن تام روانی چاۓنٔ چھم

سّتھ دلس تسکین رُحس راحت شلس
دم شماری مہربانی چاۓنٔ چھم

نیک و بدنکِی بڈٔی چھ بس ممنون چاۓنی
ماعَنِتمُ کتھ قرآنی چاۓنٔ چھم

لیٚکھی اچھر ژٔرِ تام گونعتاہ بٔتھ
شوقہ کس قلمس روأنی چأنی چھم

بے علم چھُس بے عمل بے زاد راہ
بڈٔ عبادت نعت خوانی چأنی چھم

گلشن خأطر چھ پراران شبنمس
رحمتچ اکھ رِکھ زمأنی چأنی چھم

رژہ نأوتھ ءکتی مُتی اکہٕ جلوہ ستیٖ
نار فرقت بس نشأنی چأنی چھم

خوٚیہ ستیٖ سیکہ لین بنأوتھ گلعذار
گل تہٕ بُلبُل گلستانی چأنی چھم

تیلہ یکھا ییلہ آسہ مشتاق تل میژے
روٗزہ ماکتھ بے گمانی چأنی چھم

# میلادسیدالبشر ﷺ

عاشقؤ تراؤ غم تہٕ شأدی کر
از چھنا میلاد سیدالبشر

صبحکی واون أنی خوش خبر
از چھنا میلاد سیدالبشر

دین ِکس بازرس چھہ آمت باؤ
مرحبا نور اسلام نون دراؤ

آسمان و زمین سپنی خوش تر
از چھنا میلاد سیدالبشر

ڈیڈہ گنڈ زول کر خوشی کرپور
کھے دلس کاستے اچھن بنہ نور

کوچہ با زارنی پیراؤ کر
از چھنا میلاد سیدالبشر

کُنت کنزاً آؤ یہ نور ازل
سّیدالعالمین تہٕ خَیْرُ الدُّوَلْ

نورِ حق دراؤ نون بہ شکل بشر
از چھنا میلاد سیدالبشر

عالمن گو نورہ گُی پیراؤ
شانہ بوؔڈ خاتم البنین ییلہ زاؤ

ایوان کُفرِ کی ؤستھ پیہ پتھر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

نار فارس ژُھیو تمی آنہِ زود
بیہ راہب سطیحہ تمہ وزِہ مؤد

ژایہ نو شبروانس محلس تھر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

رؤمہ کِسں قیصرس زلزلہِ آؤ
دریائے ساوہ خشک سپدیاؤ

پوؔتلی خانن پوتلو پینہ نا پتھر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

دریأے سّماوہ گو اِدہ نؤن
یام سأنی بنین تشریف اؤن

ولسنس آیہ گُلی گٹی جانور
از چھُنا میلاد سیدالبشر

آمنن ڈیوٹھ نور رحمانی
شامچہ لسرہ نظر چھس یوانی

گتھ کران دلبرس شمس وقمر
از چھنا میلاد سیدالبشر

کعبہ تَس کُن نیمیوٗاز تعظیم
تھنہ پیو حضرت رسول کریم

وتھی ستارہ سلام تَس مختصر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

ترآو ابلیسن حسدٕ سیتی باک
رولیس کیا مولن سور بیہ خاک

بُتھ بُتھ دوان تہٕ لجس تھر تھر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

آسّمان و زمین سپنٕز خوش حال
یام آوٗ در وجود آمنن لال

حورہ آیہ ونوان ملک خوش تر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

یام زاؤ تام سّجداہ تروؤن
زیؤنی بندگی تہٕ لول ہووُن

اُمتس مغفرت منگان سرور
از چھُنا میلاد سیدالبشر

سرتُلن سجدہ پتہٕ سوئے بالا
کلمہ حق پورن بحمد اللہ

آوھچھ نا دان کُنی سُنْد کُنیر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

آؤ مختون بیہ بُریدہ ناف
عیبہ نشہ پاک تہٕ چھلتھ تن صاف

مُھر نبوت اللہ اکبر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

ارض و سماہس گیہ مُنأدی
آسمانہ والیو منأؤ شأدی

خوش سپنی وحش وطیر شمس و قمر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

یتھ سنسّ منز یہی جانان آؤ
عَامُ الفَرْحَت اتھ پیو ناؤ

زایہ ماجن وُھری وریس گبر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

آؤ ضعیفن مونڈن یتیمن باؤ
مفلسن بے زرن زُون یے آؤ

شّرمدارن ہُریو بجر تہ تھزر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

بے کس بے بسن تہ مسکینن
غمزدن عاجزن پتھر پیمتن

قرضدارن ادا بے سرن سر
از چھُنا میلا سیدالبشر

مرضدران شفا غربین یار
بے ستھن ستھ اری ونین ہُند تار

گُمر ہن ہادی تہٕ یار و یاور
از چھُنا میلاد سیدالبشر

گاڑہ دریاون ہنز خوشحال
پانہ وآنٔی مرحبا کران بے ملال
آؤ در عرب شاہ ہر بحرو بر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

دراگ ژُوٗل آؤ باران رحمت
میوہ دراؤ بھرپور بے محنت
چار پاکتھ کران زن تۂ بجر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

ہا گنہگارہ کیازہ چھُکھ غمگین
سون شافع شفیع المذنبین
کرہ گنگارِنی لطفچ نظر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

عالم و آدم از منگان بار بار
یا حیات النبیؑ دیو دیدار
ستی ہتھ مُشتاق کرٔو اکھ نظر
از چھُنا میلاد سیدالبشر

# بس نبی میونی نبی ﷺ

مہ روخن منڑ انتخاب بس نبی میوٗنی نبی ﷺ
حُسن تقو یچ کتاب بس نبی میونی نبی ﷺ

نادر و نایاب لعل بے بہادُر یتیم
قدرتس لُب لباب بس نبی میونی نبی ﷺ

کُنت کنزاً مخفیاً اوس پنہاں ذات پاک
کُنزِکس باغس گلاب بس نبی میونی نبی ﷺ

آیہ مرسل بےعدد کم پایہ بڈی درکائینات
بَس چھُ اکھ عالی جناب بس نبی میونی نبی ﷺ

مالک کُل ڈیوٹھ ما کانسہِ اَکی جز مصطفےٰ
آس وُچھتھی بےحجاب بس نبی میونی نبی ﷺ

روز محشر پائے درگل آسہِ ہر کانہہ خاص و عام
تتہ دوان عفوک خطاب بس نبی میونی نبی ﷺ

یوٗد ملاًیک نن رٹیتھ مجرمن سوئے نار
دوزخن دیہ سَرد آب بس نبی میونی نبی ﷺ

یوٗد پرژھن اندر لحد منکر نکیر ماکُنتَ تقوٗلُ
یوٗرہ دمہ پھیرتھ جواب بس نبی میونی نبی ﷺ

بیم دوزخ ماچھُ مشتاق آغہِ سّدین نو کرن
دیاوہ جنت بےحساب بس نبی میونی نبی ﷺ

# دیارمدینہ

خدایا مے ہاوُم دیار مدینہ
بیہ روضہ تاجدار مدینہ
وندس زُو فضائن معطر ہواون
چھُ کیا خوش یوُن سُی بہار مدینہ
چھُ کیا نورہ مولمت تہٕ خوشبو یہ وولمُت
چھُ پوکمُت اَپاری شہر یار مدینہ
تمس نورہ پادن فدا گاش میونی
یپأری پوک بنیوٗ گلزار مدینہ
روخس چھس کران گتھ آفتاب و مہتاب
یوان خوش چھ لیل ونہار مدینہ
پکان کوچہ سیی از تہٕ مجنون کأتیاہ
دوان چھی ڈلسنی درغُبار مدینہ
ملأیک چھ محو طواف اللہ اللہ
پران رب قصیدہ غُبار مدنیہ
اَمس تاجدارس وندس زُو وقارس
چھُ مدنی سون شہسوار مدنیہ
چھُ عرش معظم یمن تل پاین
اوتی ووت بس تاجدار مدینہ

چھ والشّمس رخ والقمر زلف عنبر
قد الف آں دل قرار مدینہ

جہانس گُلن گُلستانن حسر کیا
گلّو کھوتہٕ بہتر چھُ خار مدینہ

گرٛشھن پور مشتاق ارمان میٲنٛ
أچھو ییلہ وُچھو سٓرکار مدینہ

## بس اکھ دوا محمدؐ

درد دِلس چھُم میأنس بس اکھ دوا محمدؐ
ہر جا چھُ لولہِ والین بس ہم نوا محمدؐ

گُنہ رُک چھ ترجمانا باغس چھ باغوانا
اُمتس چھُ پاسبانا بیہ غمزُ دا محمدؐ

ینہِ اہنْد ہ آؤ عالم کرسّی تہِ عرش اعظم
پریز لیوؤ نور اعظم شمس الضحیٰ محمدؐ

ثانی چھُما دویم کانْہہ درحُسن ناز نینا
والیل موئے عنبر بدرالدجیٰ محمدؐ

خلعت أمس چھ لولاک شیدا أمس چھ افلاک
قربان تس چھُ آفاق خیرالوریٰ محمدؐ

رب تس پران چھ صلوٰت ملکوت ہتھ یہ ہر ساعت
مرسل بنی چھ بارات صدرالعلٰی محمدؐ

ہیرِ و بون گُلس أمس راج لیلاً سرای چھُ معراج
ارض و سّما چھ محتاج بلغ العُلیٰ محمدؐ

ینہ أہنْد پریز لیونور کفر و دغا سپن دور
سئ نور عالمن پھیور کشف الدّجیٰ محمدؐ

چھُم کیا مے غم زمحشر آغا چھ بندہ پرور
کرِہ سون چارہ بہتر نور الھُدیٰ محمدؐ

لَشتُ لَھَا ونن مرسل بنی بہ محشر
ونہٖ از کمال شفقت اَنَا لھا محمدؐ

چھس مشکلن اندر گیر ازکرہ مے عفو تقصیر
گٹہ مڑزہ مے ہاوہ تنویر کشف اللہؐ جیٰ محمدؐ

مشتاق غلام ادنیٰ درغم گومت اوراره
از لطف خاص سوزیم دادین دوامحمدؐ

# سلامِ شوق

سلاما ناز نینس دل قرارس
سلاما مرسلس بیہ تاجدارس

سلاما با وقارس شاہ دینسؐ
سلام رحمتہً للعالمینسؐ

سلامایس خطاب ختم النبین آۓ
سلاما مُرسلن یُس اولین آۓ

سلاما شہسوار لا مکانَس
سلاما تاجدار دو جہانس

سلاما یُس اول کور پاۓدہ ذاتن
سلاما یُس چھ باعث شش جہاتن

سلاما گژھنہ گژھتھی لیس چھُ معراج
سلاما یُس بہ سر لولاک گُی تاج

سلاما تس سوا کُس ووت رازس
سلاما چارہ سازس دل نوازس

سلاما سانہِ موکھ تکلیف ژاۓلن
سلاما خاکہِ سرٔی اسمان کھاۓلن

سلاما فاقہ ہتس شب گزارس
سلاما عابدس پرہیز گارس

سلاما بیٹھ ماُچھی جسم پاکس
سلاما سون بنوُن میٚژہ خاکس

سلاما کوس نہٕ سختی یوس تہٕ ژأجن
سلاما کوس نہٕ ئدِ یا لیس نہٕ گأجن

سلاما یُس پئژھس چُھی خرقہٕ وتھران
سلاما پانہٕ میژَ بیٹھ ڈاف تراوان

سلاما یُس تُلان بُجہ ہُنٛد چھ بورا
سلاما رحمتُک تہٕندی چھہ ذورا

سلاما پر تہٕ پان تمی ہیوُی گنزرُن
سلاما کأنسہِ ہُنٛد زانہہ دل نہ پھٹرن

سلاما یُس ونان مجنون کأفر
سلاما تس ونان أسی یہ چھ ساحر

سلاما لیس چھُ دشمن پامہٕ دیوان
کؤ رکھ لیس طائفس منٛز سنگ باران

سلاما داد بوزن جانوارن
ژرین وونٹن کیمین بیہ شہمارن

سلاما تُمی سِندس نعلین شیرنس
پوشاکس دبۡز دِنس گھر کام کرنَس

سلاما تَس غلامن یُمی تھزر دیُت
یُسند سجدہ حیأتی امتس کیُت

سلاما ژھاوجن دوہ پانہٕ یِکر ہیۆت
پنن ماغم غم اُمت تمی ہیۆت

سلاما پانہٕ جُرس لژھ ڈوان یُس
غریبن مفلسن لولا بران لیس

سلاما تَس چہُ عاشق پانہٕ بأری
مکان و لا مکان محتاج سأری

سلاما خرقہ پوشس کج کلاہس
شفیقس سائبان اُمت پناہس

سلاما اُدن منّی لیس خطابا
وچھن یم روبر و حق بے حجابا

سلاما یُس چھ محبوب خلائق
پران صلوٰت یس حق بیہ ملائک

سلاما یس جلو بردار جبرئیلؑ
یُمس دربان چھُ میکائیل سرافیل

سلاما عرش اعظم یُس کھورن تل
چھ یُمی سندی مقتدی انبیا تہٕ مرسل

سلاما یس یوِان سائل چھُ بردر
دوان چھس لولہٕ سان ونیچ یہ ژادر

سلاما دُر فشاں تہندس دھانس
وَمَا یَنْطِقُ یتھ منز قرآنس

سلاما تِس تہٕ تہندین دست نازن
یُد اللہ ناوٗ یتھ کوٚر بے نیازن

سلاما نور سرٕی ما زاغ چشمن
لقد رئٰی یتھ بجر بخشس کریمن

سلاما تمسندس بے کینہ سینس
اَلَم نَشْرَحْ گنجس بیہ خزینس

سلاما تمی ہِنْدس والشمّس رویس
معطرعنبرین واللیل مویس

سلاما کیا شان بنی مبارک
یہوے خنجر چھ عاشقن کتِ تبارک

سلاما بے بہا گوہر چھ دندان
چھ ما نِنْد ستارہ نور افشان

سلاما تَس یُمس لب ھائے نازک
یمے مخزن چھ تمِہ دریائے رازُک

سلاما تُمی سِنْدس لُعاب دھنَس
سُہ میچھر کتِہ چھ قندس انگبینس

سلاما لیس مہربان ذات بأری
چھ انگشتن گرِ ھان لیس آب جأری

سلاما پائے نازن بے گمُانا
شُبان چھکھ عرش اعلیٰ نردبانا

سلاما لیس عطا گو خُلقِ اعظم
تصدق یتھ چھ ارداہ ساس عالم

سلام تمٔی سنّدِس نعلین پاکس
فروغ کیمیا دُیت مُشت خاکس

سلاما یُمی سہ وُچھنے تمٔی خدا وُچھ
رَأی الحق عین ناطق تتھ گواہ وُچھ

سلاما تَس تۂ تہنٛدین اھل بیتن
یمن دژ ژادر تطہیر ذاتن

سلاما تمٔی سندین ژون جأنی یارن
خلیفن نائبن بیہ راز دارن

سلاما ہر صحابس تم چھ دلدار
مہاجرتم چھ یا حضرات انصار

یمن منٛز یم چھ شہدا یاَ چھ غأزی
خدالیس یم یمن حق پانۂ رأضی

سلاما اُمہاتُ المومنین
یمن شرف رفاقت بخش نبین

سلاما ژون جگر یارن بناتن
یمن ہیوٚ بیاکھ کروچھ کایناتن

سلاما فاطمہ لیس نام نأمی
وندس گاش پاے نازن زندگأنی

سلاما تٔس خطاب خاتون جنت
چھ ماجن کورِنی تہٕنزِ منت

سلاما تٔسی نشٔے زأے نورِ عینین
شبیرو ہم شبر یا حسن و حُسین

شہادت لیس بہتر تہٕنزی شہادت
تہٕندے ستی پھۅل باغ رسالت
چھ یمہٕی بوسہ کٔرمتۍ تا جدارن
امینن رازدارن شہسوارن
سلاما تٔمی سندین اژہ پھٔلی گلابن
یہٕندے بدلہ لوب کوثر جنابن
سلاما غأ زین شیرن شہیدن
چھُ یمہ نی باغ جنت پأری پارن
سلاما تابعن تبع تابعینن
رضی اللہ تمہٕ ژٔ دوپ کریمن

سلاما اولیاٸن پاک بازن
تمن تہجد گذارن با نمازن

سلام أسنکھ رحمت تۂ رضوان
یۓ چھی ودستداران رحمان

سلاما چھُس بہ مشتاق لول حض آم
غلاما چھس غلام ابن غلام ابن غلام

## مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

دلبر و دلبرو تاجدارو لگے
مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

عرش و فرشکے نا مدارو لگے
مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

یئیلہ نۂ اوسکھ تیلہ ما کنہہ اوس
نا بوُد و بود موجود ما اوس
گو اول چون اظہارو لگے
مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

عرش و کرسی ملک تہ نو افلاک
چانۂ ینہ پأدِہ ای شہ لولاک
باغ رضوانہِ کے بہارو لگے
مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

مرسّلن نبین ژئ بر سر شوب
مالک کل ژہ خالقس محبوب
عالمن چھکھ ژہ تاجدارو لگے
مأرئ مندہ ہا شوبہ دارو لگے

آدمسؑ نوحؑ بنی ابراھیمسؑ
صابرسؑ موسہسؑ تہِ یعقوبسؑ

کس نہٕ منت چھےٚ بے شمارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دارو لگے
حُسن یوسف چھ اکھ ذرٚاہ چأنٛ

شہ سلیمان کران ژٕے دربانی چون ہیو کس چھُ انہارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دارو لگے
آفتابس تہٕ زونہٕ چونی گاہ
انبیا چھی ستارہ تُہی چھو ماہ

باغ اِرمکے شہر یارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دارو لگے
ابطحی چُھکھ ژٕے ہأشمی کرونی
چھکھ حجازی اُمُ القریٰ چونی
مدنی ہا تاجدارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دارو لگے

روئے چھی والشّمس تۃِ والّیل موئے
موئے مشکین تۃِ خُلق اعظم خوئے

چشم مازاغ نؤر باروگے
مأرِ مندہ ہا شوبہ دارو لگے
نورھ چھُکھ تۃِ نوُر خانوادے چون
شافع المُذنبین چھُ وعدے چون

بےکسن ہنٛدہ طرف دار وگے
مأرِ مندہ ہا شوبہ دارو لگے
آسمان و زمین ژے زیرِ نگین
چھی خطابا رحمتہً للعالمین
معجزاتن چھُما شمارو لگے
مأرِ مندہ ہا شوبہ دار و لگے
بد خہو ظالِمو تۃِ بد کارو
کیٛژ سختی کرِی ژے کفارو
طائفکہ ہاتن فگارو لگے
مأرِ مندہ ہا شوبہ دار و لگے

اکھ رُما انتہ از تشریف سون
زندہ گڑھ خستہ دل مشتاق چون

نظرہ اکہ بلہ یہ بیمارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دار و لگے

ہیرہ ہیؤ ژ مکان ژے چھی معراج
ہفت اقلیم چھی ژے کُن محتاج

عرشکے ہا شہسوارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دار و لگے

چھ مشتاق چونی بے بال وپر
ای شاہ عالم کرو درگذر

کر نظر ہا غمگسارو لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دار و لگے

بے پر وبال چھُی یہ چون مُشتاق
از مرض گومُتی سٹھاہ غمناک

کر نظر شادی بنہ دوبار لگے
مأری مندہ ہا شوبہ دار و لگے

# جلوہ دکھنا

سالۂ یتمو پیالۂ بھرہ ہے دردلو
جلوہ دکھنا دل مۓ پھولۂ ہم زن گُلو

چانہ باپت خالقن لولاک وڎن
ییّلہ نۂ کنہہ اوس نور چون اوس مکملو

چانہ معراجُک تھزر زانی کلیم
کوہ طورن ہیچْ نۂ ژاۓلتھ وُزملو

لیس مہربان گو تمی لوّب راہ حق
گو رضائے حق تمۂ نۂ حاۓصلو

چھم تمنا گتھ کرے روضس مدام
راز ونہ ہے عار آنہ ہے بر تلو

چھس گرفتار الم ہے مارہ گوس
چاۂرہ میونٛ کرتۂ ہا صاحبدلو

داۓ دی لد چھُس ہے غمکی زولا نۂ چھم
عاریبہ نے زار بوزم عادلو

کانہہ گنہ چھنہ کانٛہہ خطایُس نۂ مۓ کوّر
بوڈژہ بخشنہار چھکھ بڈہ کاۓملو

سیٚنہ مژرتھ داغ جگرٕکی ہاوہ ہے
اکھ نظر کأفی مۓ چھم بس شہلو

نار ہجرن سۄر کۆرنم پارٕہ گوم
عأش آرام ناش گو چھمنا زولو

چأنی عاشق کھستھ دارس زٕندہ رودی
لیس کرٕتھ شفقت سُہ سپد یوٗ وأصلو

چھٕنہ مران زانٔہہ چأنی عاشق بالیقین
رود زندے لیس ستہٕ پیہ عشقہ کرتلو

لولہٕ تب چھُم ہولہٕ چانے چھُس بیمار
نبض وُچھتم اکھ خبر ھیتہ بۓ بلو

خستہ دل مشتاق جان و دل نثار
بستہ زنجیر اُلفت بالگُلو

# سیدالکونین

چھُس بہ داغدار سید الکونین
بس بہ خاکسار سید الکونین

عالمُک ءکن امچُی اصل بنیاد
نور انوار سید الکونین
شمس مکی تۂ ماہ مدنی چھم
سرِ اسرار سید الکونین
لا مکان شش جہت عرش و کرسی
بس چھُ اظہار سید الکونین
والنجم پر تۂ اَلَّذِیٔ آسُرٰی
برق رفتار سید الکونین
ابوبکر حض عمُر علی عثمان
یم چھ چار یار سید الکونین
ہا طبیو نبض وچھان چھو کیا
چھُس بہ بیمار سید الکونین
لولہِ تب زاہ بلیا ضما دو ستی
جُز بہ دیدار سید الکونین

محشرس العطش کرن سأری
چاوہ نۂ نارِ سید الکونین
مُجرمن مذنبن خطا کارن
نارِ سیندہ تارہ سید الکونین
سانہ باپت بہ روز حشر و نشر
دارہ اوش ہارِہ سید الکونین
تس نہٕ کانٛہہ غم مگر فِکر سأنی
پانہٕ ہیتھ بارہ سید الکونین
اُمتس کرِہ شفاعت کبُرٰی
بس چھُ تِی کار سید الکونین
تس کریمس کرے فدا چشمے
عفو چھی کار سید الکونین
ای صبا میون زُو تتن ہمراہ
اژھ بہ دربار سید الکونین

عرب وعجمس حکمدأری چھس
بڈٕ چھے سر کار سید الکونین
لولہٕ والین دروده خوانن بوز
محشرس گارِ سید الکونین

دوزخس کُن اگر نوان کأنسہ
تس پتے لارہ سید الکونین

روزہ تھاُوتھ کران پنن میلاد
پریتھُ ژندِر وارِ سید الکونین

آروز جنتک مے مشتاقَس
بہر دیدار سید الکونین

بے کسن بے زان تہ لا چارن
چھکھ خریدار سید الکونین

وُچھ گلابس اندر عیان سپدی
رنگ رخسار سید الکونین

# خراماں خراماں

یہم نور نوراں خراماں خراماں
سُہ جان بہاراں خراماں خراماں

یہ نورک صُبح پھوٚل کوٚرن دؤ رگٹہ زوٚل
یہِ کیتھُ رُت نظارا خراماں خراماں

دیم ناگہانی زبُرد یمانی
پُٹن جلوہ جانان خراماں خرماں

وڈلن دل مے مائے وندس زؤ یہ ژھائے
فدا میون دل وجان خراماں خراماں

صبا گژھنہ وٹس ژہ از عار اتّس
مے چھم سینہٕ بریاں خراماں خراماں

دیم روشہ دیدار ژلیم کھے ہتہٕ زنگار
پھولیم سنبلستان خراماں خراماں

یہم انہ گٹن منز یہم گاشیہ کی سٹز
سُہ ماہ درخشان خراماں خراماں

تھویم گوش نادن وندس گاش پادن
بنیم ازمے درمان خراماں خراماں

# یتۓسون از

ای حبیب ذُوالمنن یتۓ سون از
شاہ من شاہ زمن یتۓ سون از

تھو قدم دردیدہ من یا نبی
ددی ونن بیہ گل پھلن یتۓ سون از

لولۓ گلشن ہردہ داون کور برہ
پھیرہ سبزی گلشن یتۓ سون از

جو یہ ہو چھ مژہ پھیرہ ہم آب کرم
سائی چھوکہ لد دل بلن یتۓ سون از

عُمرہ ہنٛدی ارمان گژھہ ہن پور مےٚ
نور بَنہ ہم مژ گٹن یتۓ سون از

وأنسہ ہنٛدی سأری گنہ چھم نظرہ تل
مےٚ سیاہ نامہ چھلن یتۓ سوان زن

باغ ارمانس ییم یاون شہا
دوکھ بلن بیہ غم ژلن یتۓ سوان زن

شأدی کرہ ہ ھا دلبرو چانے ییتے
دأدی لد سأری بلن یتۓ سوان زن

از منور گژھ یہ میون ظلمت سرا
مغفرت جأری کرن یتۍ سوان زن

چشمہ وتھرے براندس سر آلوے
بُیہ وندے زخمی بدن یتۍ سون از

ھا طبیا حال وچھتم مارہ گوس
تاربنہ ہے ایرہ وُنین یتۍ سون از

نبض وچھتم از کرم دادین دوا
کرتۍ دستخط عرضین یتۍ سون از

لیہ لوسم پراری پراری آلودوان
گوش تھوتم آلون یتۍ سون از

ووئی ھُر تھ پیوس نار ہجرن سوُرکور
جلوہ دیتۍ بہرحسن یتۍ سون از

سرورا چارہ کر مشتاقس پننُن
از رہ صدقہ پنج تن یتۍ سون از

## دربارآثارشریف (حضرت سیرھمدان)

یتہٕ چھُ عکس پائے شاہ ذوالکرم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم
یتہٕ چھ خوشبوئے شہ عرب وعجم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

شانہ بڑی سندہ پایہ نازک عکس پاک
ژورمت حضرت حقن از مشت خاک
صاحب معراجنی تھوئنس قدم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یتہٕ چھ عکس پائے ناز شاہ دین
خاتم مرسل شفیع المُذنبین
رحمتہ للعالمین گنج کرم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یتھ کنے پٹھ تھوو نیبسن پائے ناز
درایہ معراجس ییلہ شاہ حجاز
نم گئیہ سنگ مبارک یک قلم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

آیتٌ مِنْ آیَتِ اللہ گیہ بُنتھ
ییلہ قدم سردارٕ سۭنداتھ گیہ سنتھ
روز مائٔنی تھۆد لوبُن جاہ وحشم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

مومنو شک تراوٕ بروٚنہہ پکھ لولہٕ سان
انّ آیَۃَ مُلِکِہ وچھ در قرآن
تھو یقین محکم تہٕ پہیم دمبدم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

کعبہ سی مۆژ چھا نشاناتن شمار
صفا مروہ زمزم و رمی وجمار
یم چھ خاصان خوداین ہۆند کرم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

حجر اسود بیہ مقام ابراہیم
''فِیہُ آیاتٌ پر بہ قرآن حکیم
''مَنْ یُعظّمِ سی چھی متقی با حکُم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

جَاءَ کُم بُرهان فرموو خالقن
چھا شمار معجزن ساسن لچھن
پانہٕ رب العالمین کھیو قسم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

میر ہمدانس بنن رحمت بسے
یُمہ یہ ڈألی ستِی أنی بخشن اسے
چشمنی گا شاہ دلن فرحت تہ نم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

لولہٕ والیو شوقہ ترأوو دردہ باک
مہربانی پیٹھ چھ آمت ذات پاک
واتہ دادس مالک لوح و قلم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یُن گرڈھن ملکن ہُندی یوت روزشب
اولیا ہن قطب و ابدالن عجب
یِتہ اجابت مالکن تھومژ بہم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

حور پریے ڈرِ گنڈتھ ونوان یتے
حال دل جانانہٕ سی باوان یتے
کھے ژلان تس یُس یوان باچشم نم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یوت یوان فریأدی ہر شام و صبا
لولہٕ بیمار أستن شاہ وگدا
خألی مانیران چھُ کانٛہہ دارتھ ھلم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

فیضکی دروازہ وتھی برعام و خاص
باگران از دست خود سرکار خاص
بایقینن پٔتھ کران لطف وکرم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یژھ تہٕ پژھ ہیتھ یُس یوان یوت لولہٕ سان
بارک اللہ تس مُدعا حاصل گژھان
شوب ہتھ نیراں ژلان ظلم و ستم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یتہٕ بنان حل مشکلن دفع بلا
سائلین محتاجنی حاجت روا
دۄر سپدان دأدی دوکھ رنج والم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

یتہِ مرضدارن بنان دادین دوا
قرضدارن چھی گژھان قرضن ادا
عرضین دستخط بنان تتھ چھم قسم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

عیب دارن یتہٕ ستر عیبن بنان
بے کسن مفلس غریبن شرژلان
ناتوانن چھی دوان خوان کرم
یتہٕ چھ دربار رسول محترم

آۄیُس غمہٕ ہیۆت یتی دل شاد گو
یۆد سہٕ وأران اوس یتہٕ آباد گو
فیض ہتھ دراۄ دۄر سپدس درد و غم
یتہِ چھ دربار رسول محترم

سرورا فریأدی آیي لولہٕ سان
اتھ دأرتھ خون دل چشمو ہران
کیا چھونی یۆد از کرکھ نظر کرم
یتہٕ چھُ دربار رسول محترم

اندرہ نبرہ ذٕ چھنی کھوورٕی ہیرہ بۆن
یم چھ تم کرتکھ للہ میژہ سۆن
دون جہانن منٛز پرَہ متہ پا وتم
یتہٕ چھُ دربار رسول محترم

فاطمہؓ حَسنؓ و حُسین سُند پاس کر
صدقہ امہ نعلینہ پاکک خاص کر
یأر یا کر خاص دعامن کاس غم
یتہٕ چھُ دربار رسول محترم

شاہ جیلان شاہ ھمدان چھم شفیع
پایہٕ بڈہ سرکارہ چھے رحمت وسیع
نامہ عفوک سانہ باپت کر رقم
یتہٕ چھُ دربار رسول محترم

روسیاہ مجرم خطا زو اُمّتی
چھم دپان مشتاق چوٗنُی یا نبیؐ
لکھ چھ ونہ نٕی یۆ دونکھ ژٕ تہٕ شان چھم
یتہٕ چھُ دربار رسول محترم

# ای مہ جبین

ای سرور دنیا و دین    شاہ زمن ای مہ جبین
دیوانہ گیہ کم کم حسین    ؤلی الفتن امی مہ جبین

چھکھ صاحب خلق عظیم    شیداۂے چھی لچھۂ بدی کلیم
دوپنے لروف وہم رحیم    حضرت حقن ای مہ جبین

چھی روضہ سی کیا گھ کران    شمس و قمر دور زمان
حور و ملک قدسِیاں    صد انجمن ای مہ جبین

باغ جناں در کوئے تو    رشک قمر کیا رؤے تو
گوپیدہ از خوشبوئے تو    مشکہ ختن ای مہ جبین

یامتھ بہ گلشن نظرہ آکھ    کرۂی نرگیسو تام جامہ چاک
مُسول تۂ ھی عنبر فشان    پھلی یا سمن ای مہ جبین

چھی خالق ارض و سما وأصف بہ قرآن جابجا
دیتنے ژے کیا تھوٚد مرتبہ نازک بدن ای مہ جبین

والشّمس تاباں روے پاک والّیل چھی گسیوئے پاک
طاہا جبینا کیا ژ آکھ شیرین سخن اے مہ جبین

یارن رفیقن زو وندے آلن صحابن سروندے
ہیتھ آس وسیلہ آل پاک یہ پنج تن ای مہ جبین

مشتاق غلام بار گاہ عرض کران اے دادخواہ
نظرا و کرم پاس خدا دل سأنٛز پھولن اے مہ جبین

## خوابِ صدیقؓ

ؓ آفتابا گردشش منز ہورہ یور
آیہ رحمت آسمانہ پھیر ژوپور

جائے ژھانڈان درست جہانس ونی دتن
پایہ بڈی صدیقہ نِ اتھ بانہ دور

مُرادِ رسول ﷺ

رسولن کُس منگتھ ہیوت ذوالجلالس
ژلان شیطان وُچھتھ کس باکمالس

مبارکباد دِنہ کس آیہ قدسی
دپان تسی عُمر فاروق لالس

## مشتری جنت عثمانؓ

خبر چھیہ کسّ جنت کُن تاجدارن
خبر چھے کمی سہ ملی ہیوت باوقارن

قرآن کمی عالمس ہوؤ نادوارن
چھہ عثمان تارُکھا بوڈ منز ستارن

## علی مشکلکشا

تھۂ کُس پیو از تام کعبسّ منٛز
سّرکئی دیت مسّجد پاکس منٛز

کسّ چانٛٹسٕ میٹھی کٔری گوڈہ نبین
سُہ چھھ شیرا خدا ہر بابس منز

# اظہارِ تشکر

میں زبیر انجم خان ابن (مولٰینا) مُشتاق احمد خان صاحبؒ اپنے اُن محبوب دوستوں اور مشتاق میموریل ٹرسٹ کے مخلص کارکنوں کا بے حد مشکور ہوں جنہوں نے مجھے والدِ گرامی کے انتقال کے بعد ان کے مشن کی آبیاری کرنے کے لئے میدانِ عمل میں اُتار کر میرا بھر پور ساتھ دے رہے ہیں۔ جسکا نتیجہ آپ سب دیکھ رہے ہیں۔ کہ یہ ٹرسٹ بفضل اللہ جہاں مستحقین کی مالی معاونت کر رہا ہے۔ وہاں درس و تدریس تقریر و تحریر تربیت و اصلاح و تبلیغ دین کا فریضہ بھی انجام دے رہا ہے۔

امسال والدِ گرامی کی دوسری برسی پر اُنکا نعتیہ کلام آتش کدہ عشق حصّہ دوم بھی آپ حضرات کے سامنے پیش کرنے کی سعادت حاصل کر رہا ہے۔ اس موقع پر میں اپنے تمام احباب سے پُرخلوص گذارش کرتا ہوں کہ وہ اس نیک کام میں میرا ہاتھ بٹا کر خطیبِ ملتؒ کے تئیں حقیقی خراجِ تحسین پیش کریں۔

آپکا خادم

زبیر انجم خان

چیرمین مشتاق میموریل ٹرسٹ

جموں و کشمیر